ہَت گو میوٗن صدر آسُن ۔ یوٗ نا ے بوزَک
بہ چھُس بہ دُنیا دِہہ دُنژ روزان وِرنہ وان کِتہ تراوِ
مہ خصوصاً ٹُن خریف وِٹہ نکُن دوہن ۔ بیہ کس چھ
ہنکت چندہ بابت ترام ہَٹ بچھُن ۔

چوکیدار :۔ مگر بتہِ چھُیہ ژہ خبر کنہ نہ ـــ؟ یم گامُن چھُو جمُت
دورُم بے ہوش ۔ یمن نہ کرُتہ ژُل اوس بنان
تِم چھ بنان سانہ گامُک میٹھ ۔ یتھَنی رُنگس
لدان سیئت بلہ ژہ ہیوِ خاندانی آسن وول آسہ
گژھان چھُو تندس تہ مُجہ کنُوی ساد ۔ یِی نے
آسہ ہے گومُت صبح کوکر بانگہِ کرہ ہا بو رپورٹ
تھانس بیتہ ہہ چھُو خلہ امُنک خطرہ ۔ مگر ژہ کُن
وُچھت چھم گژھان زیو گلہِ ۔ آخر کُتژاہ ژھنہ
بہ اُچھ یُنہِ ژٹت نہ ژہ سیئت لحاظ پھُٹراوِت
توے آیا ے مصلحت پُر ژھنہ کہ رپورٹس منز
تھاوہ بو پچون ناو تنتھی ۔ تانِ بوٗزُم بہ بتہ ممبرن
ہینز شور تہ بیوٹھُس نبرہ کنہ کُن داِرتھ ۔

اسمال گستاخی :۔ (کنتھ ژٹت) خُدا تھاوِنے آباد دِہہ سہ چھُو
پُٹھک ناو بوٗزتھی تنُزکُنڈ فِٹان ۔ مگر کرہ کیا
ہنہ آس تہ دہنہ راہ ۔ ہیر گُڈنس تہ بچھُمنہ کانہہ

واد۔ تانِ اَے لوگ مُقدما تہ وانس پیٚم فالو
دِیُن تہ پرتھ دوہہ گرِس وُمہ چارُن تارِیکھن
پیٚٹھ حاضر گژھنہ خطرہ۔ خدا کرِن چانِس مالِس
مغفرت سُہ اوس مہ پرتھ وقتہ یتھو لانجہِ نشہ
نبرٕ نھاوان۔

چوکیدار:۔ بہٕ گوس تسٕ مالٕ سُند نچو۔ بیہ چھس پیزار کھوا
مگر شرط چھی یی کہ بیٚیہ تام پلی نتہ تان گژھنہ
"نمایندن" کلہ دِیُن کرٕنہ۔ ییم چھ ساری بیٚیہ یادہ
تہ نتھ تہٕ۔ نتھ نِنس کیا ژھینہ؟ ژہ گژھک
خواہ مخواہ مالِ تہ جانٕ برباد۔ ژہ دِہ صرف یہنزٕ
کامِن گوشِش۔ یتہ وُچھ بہٕ کِتھ کنہ کرہ حکومتک
مدد تہ ذیلدار صیٚبنہ اقبالہ یہنزٕن کامن یرہ وانِ
ناو۔

اِسمال گناٗئی:۔ اَدہ سہ ژہ بیٚیہ چھُو وعدہ بہٕ لاگے یِمن
مُومُنت سَروف۔ بیہ یمہ یمہ ساتہ کامہ وُنتھ
چارہ تہ بہٕ ژھوپرادہ یان۔ بیہ یتھ کنہ تیکیمٕ نتھ
کنہ کرہ ناوکھ تہ ہنز حکم برداری۔

چوکیدار:۔ بَس اتھ دعاس پیٚٹھ تراوتھ بہٕ رپوٹہ نمبر
اسلام علیکم۔ (یہ وُنتُھ چھُو تیزی سان نیران

اسمال گناٚیٕ چھُو پریشان گژھت اَمس پتہ لر تراوِتھ
بیٖس کمرس اژان)

---

## سین نمبر ۶

(رزاق بٹُن گھرہ۔ گاش فولہٕ ژُن وقت۔ اژان رزاق بٹ
تہ خضر بٹ)

خضر بٹ:۔ (اَسہٕ تہٕ نہ چانڈٕہ) گاکس چھُو مُبارک۔ رات نصف
شبہ پتہ گژِمہٕ ژُکہ ژُکہ کورِہ۔ مال سندِہ گھرہ۔ نِشانہٕ
ہنٛد وِہ تہِ گنڈلم

رزاق بٹ:۔ (خوشی سیٖت بانچھرت) ناوانڈ چھی؟

خضر بٹ:۔ بانڈ ہَہ۔ اَئز نصف شبہ پتہ آم تُہنٛد
اَشناوا ناوِس۔ بو اوٚسُس تمہ وقتہ اسمال گنہ یِنہٕ
تہ نیونس کورِہ مال سُنزو۔ نہ یُن گژھن نہ ہیُون
دیُون نہ کہنہ۔ تتہ چھم کران کورِہ موج گوڈٕہ
زارہ پارا یتہ پیٹھہ ہوِہ تان کینژھاہ گژُھمیانس
خانہ وارس ژُو چھُو یِرہ پیٹھہ روشتھی۔ بیہ ژُنس
یتھ کتھ پیٹھ ژُو روٚشِت بیوٚٹھ تتھ چھُمہ۔ میون
کانہہ اٹھکاوا۔ اگر بگھی خوش گژھس تہ پگھی گژن
سو کنھ سیٖٹھی۔ مہ۔ پرژھاس کوسہ کتھ

مگر دیوٗنم سوی وَنی۔ تمہ پتہٕ ہمہ گوس کورہ مالِس
نِشہ وٕنِمس کٹھس منز۔ تمہٕ یام زنانہ ہنز تیٚچھ
بوٗز۔ نَن لُبُو تمہٕ خزانہ۔ کتھ کرٛان کتھ کرٛان دپہٕ
وَنی کیا چھُو بچہ تَل تھاوُن۔ میانہ آشنہٕ ہَسہ
آسِ میان دُشمن رزاق بٹن دُشمنوٗت کران۔
وُنی آیہ سو وَتہٕ۔ تمنزہ شیٚچھ ہُند معنی چھُو کِہ
رزاق بٹہٕ نِس بچوس دیتو اَسہ نیتھُر۔ خداین گرِہ
ہاک بنہ سوزمُت اگر رزاق بٹ تیار چھُو تہٕ پگہی
ہیٚن یوگ ہیتھ۔ فتح بٹن آسنہ تس دوٗمت تکیازہ
تس تھی اوس "ہمہ" یورہ زورہ اقرار کرومُت۔
یہے خبر ہیتھ آسہے تہ کروٗ ہے مُبارک۔ مگر تیار یاتہٕ چھیہ
کرٕ منٛز کینہ نہ؟

رزاق بٹ:۔ (حیران گرٛھنت) ہِنا چھہ خدایس پتھ پٔرٛھی یوان
(گروا جنہ کریچھ کرت) ہیوٗ رحماتلا اَنہ دِیتہٕ ماجہ بنہ
سوبانہ کوٗچھ لبہٕ انہ ہا یوٗر (خضر بٹس کُن) تیاری ہے
بوزوٗ تہ سُونا گنہہ تکیازہ ہہ دِیوٗ وُنہ لگن خبر کیٚت
ریتھ کورہ مالس انکاری کران۔ پتھ گو آٹھ نو نامُو تھاو
برونٹھ کنہ خدا زانہ کیٚتیا چیز آسمہٕ دِنہٕ پیٚرہ۔

رُستم:۔ بب موج ہا دیان بانہ کوٗچھ کونزی چھ رانہ منٛز

بیہ زبان یوہ سوزام کھارس نشہ رحم۔ تم دپونس یلہ نہ مہ مانگرینی ژتزو بہ کیازہ شیرو تلف۔ گژھو بیاکھ کھارا گژھ کرن۔ میون رزق گژھیا کم ـــ؟

خضر بٹ:۔ امی بتھ کیا چھو نان گار دربدر (رزاق بٹس کن) مہ ونتہ سہ پٹھ پٹھی ژہ کیا چھی جمع کرومت؟

رزاق بٹ:۔ سونہ کالچنس پانے۔ رزپیہ کنہہ۔ وس ژہ ترہ۔ بیہ پیٹھ ژھانڈن میوہ مٹھائی۔ بیہ کیا گژھ آسن یم چیز تہ چھم پڈکن گنڈت جمع کرمت۔ عیالہ وانس غریبس کیوت بوزتہ کھاندر گو قہر خدا۔

خضر بٹ:۔ ادہ سہ میوہ ہیمہ بو استمال گنہ یس۔ دنیاہس پتھ پرژھ ژہ ژہ نمبردارس۔ چوکیدارس۔ معتبرس۔ بیہ گامہ کتن باقی زٹھن۔ دپزیک خفتہ بہ ونتھوی کورہ مال سند واتن۔ مہ چھے ونکنس بیاکھ کو ماہ نظرہ تل اپاری کرہ بہ میوہ تیار (رستم نیران والیس)

رزاق بٹ:۔ مگر وتہ اگہ فتح لون یا آخون صٹب ملکھوی۔ تم سوز تمھک یورسے چھ از سان بانی کار۔

خضر بٹ:۔ بانی کار! خدایا سیدہ مہ آسن کانہہ۔ تہ بیہ بانی کار خیر فتح لون اگر تمکھم تہ یورہ سوزنے (۔۔) ونت

نیران نہ ہیکہ طرفہ گھرٕ واجِن اژان)

گھرٕ واجن:- (ژیج برٕو نہکھن اَنت) ژہ کوٗنہ چھوٗنے خدایِن جس دِتمُت
شریکھ چھا ژاپتہ برٕو نہی سۆچیز ہاوٗن یُس کانچھس
کہہ وچھ کھسہِ۔ مہ وٕنوٗمے قُلفُ پھٹِنٛک آکِھتھی
ژہ لار گوڈٕ آخون صٲبن پتہ فتح وونُن مہ چھُہ
کاکہ جوٗن وُنُن بہانی۔ یہ کیپ آرِ گییہ کالہ کالے ییس
تیارٕ۔

رزاق بٹ:- (یمے اُنگرہی) پھَل کیا چھ اَسہ توٗرے چھ اسہ یرہ وٗن
ناو..... خیر خبر کانچھس کیا آسہ ڈیشن ..... بہتھوی
چھپہ چارہ اگر کوٗرہ مٲل تُل یم گاسہ گٹل تہ بیٹھہ
وٹھہ۔ ہیو رحما ژہ گوکھنا چکدارہ سندِس کٹِلس
نارہ دِتہ۔

رحیم:- (انبرہی) اہس تہ مہ چھا چٹ کاکس وَنیام
ژہ تہ ولہ تم وٕنوٗنم مہ چھا چکدارہ سندِس مٲل
سُند تنخواہ۔ اگر معتبر اسمان کھہ زانہہ یمنہ
بگارہ۔ تتھہ چھُو زبان ہارہ تہ طوطس۔

رزاق بٹ:- انوم سہ بیاکھ ژژن (لُجہ منزہ دِجیا کڈِت
گھرٕ واجنہ کُن) یمن کرٕن دوٗن تہ واجہ بیہ روپین
گژھ ناف یِن دِتہ۔ یمن چھُو زنگارہ زن بگومُت

.... اگر وَس پۆرزلَن نہ کاپچس لۆگ ڈین بانگرۂ اچھ
رنا یہ بدلہ نچھ۔ بہ چھنہ روٗمال تہٕ کینہہ۔ شاید پیم
نَر وَنس ژٕٹن۔ گرتتے راوَس ہُریمٕ، تہ ہونزس
ژھوٹم۔ بہ کیا سُنا اوس مالِ جنتی میٲنس
بارٕس پیٹھ نیوُمُت ........ خبر یہ فتح لون کمۆ موٗدٕ
روزِتھ؟ (اتہٕ فتح لون اَسان اَسان)

فتح لون:۔ (اتہٕ وُنوی) اَدہ سَہ یہ گومہ پنہٕ فلہٕ نَس دُعائے خیر
اَمہٕ کہ چھم نِکرہ تران یکوٗر مارِت ماگژھم اَتھن بھکھی
حال! (گھرۂ اچن تیزی سان تٔبر نیران)

رزاق بٹ:۔ (ذرا شرمندہ گژھت) ہا ژہ چھیہ خبر تہٕ کینہ نہ۔ کورہ
مال گۆمُت کالہ کالہ صحیح صُبحٲی موزنم شیچھ
از شامس تانِ کر بوگ تیار۔ گوٗش دِنس تہٕ
چھُنہ وار۔ اعمال بد میٲنِ از چھم بیگارِ۔ از
چھم ژہ چیز ژھانڈِن۔ وہن سمگھن۔ شفقدِ
یِہاوگہ منترہ واند کدن۔ گھرہ لون بہ ہتھ کامہ
تانِ یِلہِ نہ ژہ تہِ ژھمک گنی جنم عناصیرہ۔ اَدہ
سہ ژے نزانک بوگ اے چھو بوگ وایان،
زمین اَرس بِہ وتھ وُتھ نہ انسانس اتہ کیا گژھس۔

فتح لون:۔ ادہ سہ توقع ہچھہ ہمایہ کیا ملالہ پچھو (گھرہ اچن اَنان

فتح بٕنس اِسبند کانگرٕ برٕ نٕہلن) پوٚتہٕ آیاسے ای ونہ
اَتھ کیا دپان تہٕ خدا یاری کرنٕے کامہ وُتھ ہِن۔
میانِس ہنِس گرٕ ھنس تھوٚو خداین آبروی۔ مگر تیاری
چھیہ گرٕ مزٕ کِنہٕ اُس چھ بٕل چھنہٕ منسیٚ پیٹھ نشان۔

رزاق بٹ:۔ امی کتھہِ تہٕ چھوٚنم انوٚمت جیرہ۔ میوٚس گوٚ خضر۔ رومال
چھُس تھانڈان۔ نٹھ چھم نقدٕ چ تہٕ کیا زہ زِہین
منز چھ اجہ زانکہ دار۔ زانی دپان تم کَرن نہ کھنڈٕ
ہار اَز۔ سالہ آسَن تھِسے یم میانِس اَرِس تہٕ کٹھ
کڈٕن اَزہ نا کھوٚٹس۔ توٚے چھم خفتنٕک ناوٕ
بوزنھیٔ کھیو رٕ تلہ ژلان مُژ نیٚرت۔ ہیہ آس ننہٕ ہٕنا
موجوٗد۔ نگر ھو کتھ منز تلو۔

فتح بون:۔ ہیہ گوٚو وُٹکنس نارہ دٕزہ کریو رکھنن۔ نٕیرمہ کامہ سوزنک مشرٕ۔ باقی
کامہ گشرتہ خدایس پیٹھتہ حال کرٕو کورہ نال سٕیدین پرشنتہ زادن نشہ
معلوم کُس چیز گوٚ تا ھ گژھ آسن۔ رومال اگر بٕنیا یہ تہ جان ورنہ
بہ ژٹھ انشاء اللہ گژھاہ تہٕ سوٗدی دیہ کام۔ فوٗن گنڈتہٕ ژاورہ۔ بیت
روزہ لٹھ وار روپیہ وچھہ ژ انگ گاش مادیہ تمن ایمان

(ای وَنان وَنان چھ تلان رزاق بُس سیٹ تہٕ
نیران چھ دوشوَے)

گھرواجن:۔ (پانس سیٹ) اگر آنہ کِہ ٹاسہ وراۓ زن زای
دوبارہ۔

(یہ دنان چھ نیران)

## ایکٹ نمبر ۳ ۔ سین نمبر ۱

(نمبر دار سُند و گھرہ ۔ وقت دوپہر ۔ اڑان نمبر دار ۔ معتبر لہ تہ صدیق جندہ)

**نمبر دار:۔** (حسرتہ سان) ژُچھوہ سہ کودہ مال سُند ایمان آخون صٲب تہ تھاوُن اَتی نہ اَمس تہٕ وتی کالہ کالَے ژُھنن رزاق بٹس اقرار کرت ۔ زیان چھُس پکس تھاوس صغر سنی ہُندو رپورٹ لِکھت امس صحبزادس ترہ فِکرہ ۔ مہ پر ژھنہ بغیر کھاندر کرُن کیا گو ۔ مگر اگر برونہہ کُن مقدمہ پھُٹ روپیہ لچھس گژھ تجالت ۔ خیر تو تہٕ وَنہ ذیلدار صٲبس اَمنز لَسُل ۔

**معتبر:۔** (زان زان) ہتہ حضر مہ دِسہ اُچھ پراران پرارن ییہ نا کانہہ کاشکارا چکدار صٲبنس کھلس دیون تیٚر یا دوس دِنہ ۔ میٚچھ چھنہ از تیارہ بخمرش ۔ یژہ پیٹھہ

حضٕ چھُ گریستیٚن بیاکھی ہوٚہ ہا گۄمُت۔ پانے
بوٚز گِنداں گِنداں ژھنٛگ رزاق بٹن کتھ
کٔرِت۔ ساتلِنٛک پٲٹھ ڈٕٹھ پٔریٚژھن کیٛتھ حضٕ
تہ کیا حضٕ۔ مہ چھہ ژٕنِ نٔٹھ خبر ہُس ہاگرِن چھِس
بایکاٹھی تہ مہ تہٕ ماگٕژھہ معتبری نشہ اتھ چھمٕنس
شوٗری بہانہ۔

ملہ ۔ (انجن ٹیسا کرِتھ) تہ وُنہ گوٚنہ تیر از دست۔ تۄہہ کیانہ
ہارِتھ ہمت۔ ہمتس ہیوٚ کوٚم سے

اِجابت از درِ حق بہرِ استقبال می آید!

(اژان چوکیدار تہ ٹھکدار) یہ کیا آئی میاں خادم
خاص۔ از راتس آس یم میانہ بدلہ بُوکن ہدایت
کراں۔ مگر افسوس چھُم یہ ان پنہ نس اکس خادمس
اَمس اسمال گنہ یس پیٹھ [illegible] بوٚزُم بلنیاوٕ تمہ
کمیٹی ہُند صدر یتھ بوتہ اوس اَکس زمانس
منز ہوائی صدر۔ مگر اَتہ وُچھمنہ لڑایہ جسر گرو
سِوای کینہتہ۔ خصوصن یتھ گامس منز۔ تۄہی
چھُنہ بہ یتھن نانجن اژانی۔ خیر سمہ اوس دُنُن
ڈُنہ تہ اگر اُس ہول گنڈو تہ یہ کمہ اندر
روزِہ پیچھ ٹلی۔

شقدر :- رزاق بٹن حض بُوزُم کرِ ہوٚزُری جانان تیار
ؤنِ کیہ رُوو آسہ تان ۔ خوٚجہ اِسمائیس ہیٚرن
ؤن ژیرہ بیترہ ۔

مَلہ :- اِی کیا تہ گنہ آسہ ۔ اسمال گنہ ین چھُ ژوٚن
کھراون لتھ تھانہ مژ ۔ ژہ تہ تگوی نہ کھولُن ژُن

شقدر :- اَہن حض بہ کتہ رُوزُس بہت ۔ کوٚرہ ہاوس
سوای ساٹِری تُسند رِشتہ دار پھِرِمنا ؟ ہاں
کوٚرِہ موج حض پھِرتھن ژہ ۔

مَلّہ :- ( کتھ ژٹِت ) خیر مہ اوس توہہ ؤنُن وقت گوٚتنگ
آسہ تمامَن آسہ کالچس سال گوٚبرہ ہال شرہِ
طرفہ ۔ اگر تیتہِ اَکھ وُنہ روپیہ چھُ کمَ بیاکھ وُنہ
سالس چھ جادہ وغیرہ کوٚرِہ مول زانہِ میانہ
بدلہ ہاچھیم لٹران یتھے پاٹھ یہ تس شورہ آو برنہ
یتھ یتھ کُن خوش گژھیہِ تتھ کُن گژھ تُمندِ ٹن
نکوادین پرِنہ دِوہ شُو ساوش پھیر ۔

چوکیدار :- شخص مہ بوٚنہ بیہ نمائندہ فطراون وارِیاہ رسم اَتھ
باگس بیٹھ ۔ تتھ پٹھ رکونا اَس شور تلہ ناوِت ۔

معتبر :- ضرور چکدار صٓبن چھو آسہ اِی وقت تھوٚوُمت
آخر یہ نہ پرانڈ کانہہ کنہ گرمژ آسہ ۔ نوی فَرِفٹنگ

کیا ونن نوژوی مذہبا۔

نمبردار:۔ (بوتھ الوند تراوتھ) میون اگر بونہ اسِ گژھو نہ اتھ سانسئ (معتبرس کُن) کیاسہ کاروارا یہ گونا موکرا کھیُن یلہ نہ کوڈہ مالِ سون تہ دُن ہونین ژُھن ...... بیہ وانہ ہہ تِرہ دوہ ووکھ خواب وُچھان۔ خبر کیا آسہ ڈیشُن۔

معتبر:۔ شخص چھن ونُن ژوزن موجُود۔ یہ گو ثنال ژلت بٹھئین لورہ۔ بہادری گیہ اکھ کھیُن سال بیہ وائن نیال۔

چوکیدار:۔ ہاں مِتہ چھُہ یوان پننہ بے قل عقلہ معتبر صئبنی کتھ ژٹ بوزنہ۔ وُنی یُوتہ تو سون بتہ بَتُن سونہ ژرشانہ بھاوُنِ۔ اَسہ نور نہ گوڈہ گوڈہ مغزن۔ اگر کانہہ کوم تہ کرِ تنتھ گو کتِت آچھُور۔ سون روشُن لوہ نہ ہار ونی۔

مُلہ:۔ اِی چھُس بوتہ وَنان وُیدتہ گیہ بجائے والدہ!

معتبر:۔ (نمبردارس کُن) اَہن حض بیت تانِ نہ اَس تہ اَژو یتھین لاگن منز۔ اَڈ دین یمُن بیٹھ کوٹھ۔ اَڈ دین یمن ییچھ زسمہ۔ اَکھ دَنہ اَکہ کتہ تحلہ دَنہ ہیب کھ کنتھ۔ اَسہ روزنہ زدہ ۵ بیس؛ امغیار

گامس منز۔

چوکیدار۔ یہ حض بیاکھ کتھ اونزہ وُن تھانہ دار صٔبن
ذُپن نمائندہ ہب گیہ گٹسرہ ٹُل پوُن۔ اُتھ
سوپہ بیاس گرٕھ گوڈہ گوڈہ ذروت ذُپن
گرسانہٕ ژھوپہ دیُوت اَنتھ ٹنگ یتر۔ وُن اگر
اَسہ پنہ نس دستارس راچھ کرُن چھ تہ چھو بہتر
کھلس منز ژوٹہ نت شکار کرُن۔

نمبردار۔ اَدہ سہ یہ تُہندٕ مصلحت چھ۔ بوزتہ توہی سیٹھ
مگر تور نیرنہ برونہہ سٕمزہ گوڈہ ساری مرگزارس
نشہ۔ تیتی پیٹھ نیرو یکہ وٹہ (یہ بوزت چھ
چوکیدار۔ بہ تہ تشقدرہ نیران)

معتبر۔ ژہ مہ حض کھٹتہ گاہ نہہ غمی۔ رذاق بٹن بیج
کڈٕن چکدار صبٕنہ تہ میانہ ذمہ۔ یم نمائندہ
کم کوٗ کرہ ذانہٕ ٹھک۔ یژھے ہشہ گبہ چھانیوٗر
کھان؟

نمبردار۔ (تُھتھ الوند تزاوت) اَہن سہ پنہ توٗی چھس مریض
ییتہ کٹن ذُتھ یہ بیاکھ نیایا۔ کورہ گبر بلہ
نمائندن دِ دنگ۔ تم رٹزہ وَن یمن چار داین
ہند پاٹھ تہ اَسہٕ ہی ٹرپن موٗدٕ۔

معتبر:- لاف بدکارِ شیطان - تِنہ چھُ دِمونہ زانہہ سپدنہ
ژہ کانشہ میان زندگی (کلس پھٔش دوان)
بیہ بیہ مے بی کھ سکیمایانہ - وَلہ نبرہ کنہ وَنے
(بہ وَنت چھُس ژھصتۄی نمبر وارس تھف
کران۔ یمن پتہ پتہ صدیق جندہ بُتھ الوند
تراوِت نیران)

## ایکٹ ۳ سین ۲

(کانچرائی ہند میدان ، وقت دِگر - اژان گامہ
شُر کھچیا - یمن سیت رُستم گب اکس پتہ پتہ)

اکھ شُر :- (رُستمس کُن) کونہ سہ از چھ رستم بٹس یِوان
ژوہ گنڈنہ تہ تورے چھُ ژوہ ماران۔

رُستم :- دندان مویاو تہ لُکَو وَنیا ہَس یہ چھُ اسانی
گانس ڈُوِت آس وَنی گوب اکھ مُرزیامُژ
بب ژھنہ از اہس تہ کٔنِت تانِ گرہ کھاندر

دوئیم شُر :- تتھوی مابچک تیر رچھنہ نش - تتھوی مابیی نہ
میان پاٹھ چار وایِن پتہ ہنخر ہتھر دِمن

تریم شُر :- بیہ بچہ مردی نشہ - نانہ تتیئہ نش - ہا آمادہ گرہ
گھرہ - مال رُچھ رُچھ سوران اُچھن گاش - پتہ

آسان ہیم یا پہٹل شنذہ نصیبہ یا گرٹھان مذہرہ
بُئز۔ گرہِ یمس لے پُوت بڑان سُہ گوٚ حاکِمس
رِ ستس کرِن۔ تیٚوٚرہ بڑان سُہ گوٚ زِ نہٹن رشوتہ بابت
گژہ بڑان سُہ گوٚ گلہِ اِنِ خرچہ خطرہ ——

دوٚیُم شُر:۔ (اَمس نا ئید کران کتھ ژٹت) ہا پُوت نہ زیبان تمہ
کھوٚتہ دوگنہ ہوان چکدار پھانک۔ پتےٚ چھے تیٚرن
گاسہ چرای ژہ اَسنےٚ ک نہ تیٚوٚرہ یانہ۔ ذہ وری بروٚنہہ
یہ رقسم دِ ژتت تی چھی اَنہ تہ دِیُن۔ وَنک پٹواریس
یہ بکھتہ کہہ لاج اَرکُٹی شُمار۔ تلہ چھی پنذہن وٚرین
ہنٕز [illegible] چہ اِنہ نیس تس ظلم تانہ نس رشوت دِ ئن۔
تہ تہ وسہ بی نہ کینہہ۔ ہ زاون بچھرِ دِوہ رہ تُم اَکھ بنیایس
زنانہ بیہ ہوکلیٚ وٚ تیٚرُن ہنٕذ دِذہ مزدہ نتش۔

رستم:۔ گوٚنا خوچہ تہ مُہ دِ ژاس تہ بلیٚ یس۔ بنیاہ گرس
نے مال آسہ سُہ ہکیٚ گھرہ چلاوِت یا شِناپُرہ
زمینوک مالہ دِت؟

ترٕیُم شُر:۔ بنیٚ کھ کیاسہ ژہ اَنزی بیٹھہ خاندار۔ ہا تزاوِ یتیٚرُن
ہنٕز کنھا۔ تیٚہ بیتھ۔ اَنہ اَے چھ سانس یادس
دوہ گنڈُن ...... اَنسِ کنھ دوہ ونہ توہہ یاد ی

دوٚیُم شُر:۔ اوہ، اوہ تل سہ رُکستہ انسِ ہیہ بلیتھ۔ نتہ ژن

سُوِی بیُت یُس نماٮ۪ندہ کِنہٕ کُتام اوس پران۔
کٔھتانِ گریستیہٕ بیدار گژھان۔

باقی ترٕ شُرٕ۔ (اسان اسان) ہا۔ہا۔ اوہ اوہ یُہوِی بیت کٔھتام
رٕ بہ گوُوِی تلواس تراوُ

(رُستم ژھوپہ کرِت یمن کُن وُچھان)

ترٕیُم شُرٕ۔ (رُستمس کُن) اَوہ سَہ یِنے یاو چھی تلہ تُل جان
پہن چھکرا (رُستم ژھوپہ کرٕ تھی)

دویُم شُرٕ۔ ہا تُلتَن کینژھا اَسِ رٹوس۔

رُستم۔ مہ چھُو اخوس توٚہہ کوِنہ ژوک تَل واتان۔ توٚہہ
کوِنہ ہیچھان۔ یہ گام کِتھہ کن گوِ ویران۔

ترٕیُم شُرٕ۔ (کِتھہ ژٹِت) اَسہ کیا چھُٹ چھہ۔ یہ آسہ نمایٔندس
یا ممبر نادس خبر گام کیا زِہ گوِ ویران۔ ژہ لاگتہ حسن
غمخوار (بیِس کُن) وُچھان چھُو کھا۔ بمس کُس غم چھُو

دویُم شُرٕ۔ اوتہ مے ہیوِ وونِ یاو۔ یہ چھُنا بنیامُت گاگمک وانٹ
(ساری اسان)

ژوٚرُم شُرٕ۔ توٚے چھُنا یہ وَدان گوڈہ گبہ پنٕنہ تہ پتہ گامس
(بیہ اَسان رُستمس بغیر ساری)

دویُم شُرٕ۔ (نصیحت کران کران) ہے اَمس سیٹھ مہ کرِ مسخری
یہ بنیاو سون زٕ ٹھ۔

ژٕرِم شُرٕ:- کیتھ کنہ ؟

دٕیُم شُرٕ:- نیتھرٕ کِنۍ ، ییزتہ کِنۍ۔

تریُم شُرٕ:- بے شک۔ اَسہِ ہُبڈ راون مٲلِ نوتہ ژھُکن نہٕ سانۍ کیتھَ۔
اَسہِ منزٕ اگر اَکٕسۍ گۄ کھانہٕ ٹُک سیزرٕ تس واتہٕ
نہٕ ٹھٹھہٕ کرٕن۔

دٕیُم شُرٕ:- نَہ اَس چھا ٹھٹھہٕ کران۔ بیت ونیوس گیوٚن
تتہٕ تہٕ بیوٚٹھ ژٕرٕشِت۔ ہتہ یِہ اَسی یوٗرٕ نادِو!
(ژٕرِمس شُرِس کُن) انورا تتہٕ تہٕ جان ییہٕن چھکرا۔

اَنور:- (حکم بوٗزِتھی آوازٕ سان) ہے

یُتھ دٕران زرہ کرٕنُس دزان چھُس نادٕ دِے
زٕ چمنیا سرو کرٕنُس آکی اِشارٕ دِے

تریُم شُرٕ:- واہ واہ۔ شاباش

(سادی دٕوان دٕوج بیتس یکہ وٹہ)

اَنور:- مہ بسینس گوٚنہ گوٚنہ کنے زٕنی گوٚم چھ نہ
دِچھُن ید چھی نمونہ دلہ وُچھ میادٕ دِے

ساَدی شُرٕ:- دزان چھُس نادٕ دِے دلہ وُچھ میادٕ دِے
دلہ وُچھ وادٕ دِے

تریُم شُرٕ:- دزِت مے گوٚتن سوٚرٕ سوٚ اندر نشہ مخموٗرٕ
بوزٕ وسانہ سنظورٕ چھُو ہیتھ سیتارٕ دِے

ساڈی شُر :- ڈزان چھُس نارہ وسۓ ، اَکی اِشارہ وسۓ

اَنور :- پرژھن نہ ذانہہ مہ تمُ حال ، ڈوُم شہمارو یٔ نال
چھو لاگت تھووِمت ذال ، سِیاہ تتھ تارہ وِسۓ

ترِیُم شُر :- واہ واہ اسہ سِیاہ تتھ تارہ وسۓ ، سیاہ تتھ تارہ وسۓ
دوج دِت مرحبا اَکی اِشارہ وسۓ

اَنور :- سہ مہ نِشں ہلو ہلو سونیران شوُعیرن سیٔت فیران
چھو نازو سانہ شیران دِوان چھُم خارہ وِسۓ

ترِیُم شُر :- بے شک ، بے شک سہ
دِوان چھُم خارہ وسۓ ، اَکی اِشارہ وسۓ

اَنور :- سہ الس مدن ز گزنت . کیا بس تالہ پیٹھ تار
دہ بس اندریں کار ، ژہ کر کنہہ چارہ وِسۓ

دوییُم شُر :- (بیت ژٹت) بس بس . حال کرو تیژن چارہ
(ساڈی ژھوپہ کران ہنگہ منگہ)
ہوُ کیا چھُو پکان شقدر خداین اُن آمنِس گُرس
تھگنہ

ترِیُم شُر :- اوہ اوہ وَتھہ سہ ساڈی نتہ آسن دنی ٹکہ کھنہ
تہ پھاٹک دِین........ دستمُ وتھہ گنہ گیہ چھی
شال پتے (اَنور اَسان تہ دوران)

دستم :- (نیران نیران) ہائے شوُکُس دوہ آسہ یلہ چکدار سندی

شُقدرٕ نشہ سون گام نجات لبہ
(یہِ بُوزِت سٲری نیران تیٚر ژٹنہ)

---

## ایکٹ ۳ سین ۳

(کورِ مٲلِ سُنڈ گھرہ رزاقی بٹ آمُت بوگ ہیتھ، کینہہ پیٚٹھ تہٕ تلہٕ چھ قہوہ چیت موکلان۔ یمن منز کینہہ گام نیٚٹھ تہٕ معتبر)

معتبر:۔ (کورِ ہندِس مٲمس اکِتھ کُن کرِتھ) گھنس ڈینزہ وارہ نظر۔ بیہِ وایہِ ناونہِ رنیہِ کینہہ ژانن وٲلِس اَنتھِ۔

کورِ ہُندِ مام:۔ (ژھوپہ ژھوپہ) مہ چھُہِ اکھ شرا کرمُت کورِ مٲلِ سُنڈ کارُد۔ یہ آسہِ یتھِ خجالت ڈُن باقی.....
امہ سہ وُچھو خدا کیاہ کرہ (معتبر یہ بُوزِت نیران نیٚبر) (نمبردار تہٕ چوکیدار اژان)
اسلام علیکُم

چوکیدار:۔ (نمبردار شُندہ بدلہ) والیکم سلام (پیٚٹھ ژھٕنکُن) ہے جہای تراوو سہ مقدس بردہرِ پھہن۔ توہی چھُو وٕنتھی ژٹت بیٹھمت۔

کورِہ ہُند مام :- اَدب چھا حض بنان مُنزِ تہ سوگہ دنۂگہ ہیہ ہے کانہہ (پَرِشہ گرِشان یِہ بُوزِت شرمندہ تراوان مقدمس وَتھ)

مَلہ :- (کورِہ ہندس مامس کُن) وَنہ خانہِ ما یِہ قہوہ ہَن کتھ پیٹھ چیہ اَسہ۔

کورِہ ہُند مام :- (دزان دزان) یِہ حض گژھ کورِہ مالِ رزاق بٹہ ہیُن سیٹھ سونی پَرِشے۔

مَلہ :- (دَم دِت) نَہ رزاق بٹہ نِس کَس بچس کورِہ مال عُنزہ کَس کورِہ سیٹھ (بے تابی سان سالہ رَن گُن) تلہ یہ منزم یِہ گنہِ چھُ کہ پیٹھ ژاذر دَلیت بیہ ٹھمُت۔

نمبردار :- (زِ چھرہ سان) شہ حض آسہ اَندر گومُت رزاق بٹُن بوِ کھچہ ہُت۔ وُنی دُودہ شو پیرون زمانہ۔ وون اَے یتہ سادِی بنیای نمائیندہ۔ یانہ کران کار تہ باقین تھوان پتہ راوُن نتہ مُجتہس متھت۔

چوکیدار :- (مقدمس ہمت بڑاوان) تہِ تہ حض وُنہ یہ توہند پیزار کھِہِ کرہ تہِ ہیٖکِن نہ ہتھ نمائیندہ کرِتھ توہی نے وُنہ بیٹھ معاملس منز ذنگ تراود

وُشھنہ یِتہٕ پھک ٹٕلِہ چھُسنہ ٹٕس مال سُندو۔

ملہ :۔ (کتھ ژٹت کوٚرِہ ہیندِس مالس کُن) اَمِن سہ گران کوٚنہ چھُوہ ٹٕلہ کانہہ کتھا۔ آخر اَسہ چھا رٲتس تٕلہ زالہ یِی کٔرن...... تٕلہ سہ وُستہ گگہٕ ژہ وُچھتہ یِم اَسے اندر کٔمیای تم کمہٕ موٚزِر ٹٹھ (وستہ گگہٕ بانبرِ ہیوٚت ژتھان وتھان کانگرٕ اُلٹاوِان)

شِقدر :۔ ہے اَتھ ہسہ اَمتھ ہسہ گوٚبرہ مال سُندین سالہ زٔن ہسہ آیہ شوٚب (یہ بوٗزِت چھ زہ ژوٗر سالہٕ کانگرہ سیٚدو گران تہ شوٗرہ وٚٹان)

چوکیدار :۔ خبر کتھین دزن پَلیہ اَز۔ گوڈٕہ اَسے یِتہٕ بیہِ نہ سُنزِہ ژوٗل تہٕ پتھر۔ ہیٚٹن ہِنٛدِ پأٹھٕ اَسے چھ سالہٕ پھٹِت آمُت (ٹبرِ کُن گژھان شوٗرہ)

مَلہ :۔ (چوکیدارس کُن) تٕلسہ ژھوٚیہ کرٕ ظٲہرا وُژھ یِتہٕ کانگرٕ۔ خبر یہ تھوٚوِہ ٹٕولہ مانبرہ زٕتہ کُن۔ تٕلسہ ناوِہ کٕن زہ نظر یِمَن کِت ہیٚٹھ پھٹ گگرٕ۔

چوکیدار :۔ (ٹبر نظر تاوِت) ہا بٔن کُن حقہ وُچھ ہُرِ دس تہ بُٹہ وس۔ اَمِ چھ۔ وُنہ منزم یاد سی پاران (تان اژان معتبر تہٕ بأر نار تٔہ ایاں ژاپان)

معتبر :۔ (اتہ وُژِی) ہا یہ گیہ نُن ناوِن زدی۔ وُچھوسہ

ڈ تھوٚیہٕ یہ گوٚژن حراما کھٹن...... کورٕماٹس بچارہ
سُند خوٗن۔

نمبردار۔ (بانبرہ ہوٗت) ہا پتھر بہہ ژہ کیازہ تبلیوک
یہ موٗوسہ ڈیٛنہ کوٗرہ مأنس ومہ یہ زکھ واتناوہ
پتھر بہہ وارہ ون کیا ونیس چھ۔

باپارٕ۔ (معتبرس بدل) ہا کیا حض ونی کارٕدار۔ روپیہ
نصفہ کھوتہ جادہ وانکہ وار۔ تم نوٗن نہ کھٹنڈ
ہا اژ۔ ژانگ ژھایہ والان کوٗرہ مأنس بچارس

معتبرٕ۔ (تشریح کران) بیہ حض کٹر کھنجہ جوٗراہ تہ واٗجیا
اکھ۔ بالکل بانگری۔ شاید چھژ گرٕن ہیوٚتمٕت
رزاق بٹن زیورٕ۔

نمبردارٕ۔ (پٔلہ سان) تیہ! اوہ سہ ہیوٚہ (اژان خضر بٹ)

معتبرٕ۔ ٹھوک ٹھوک حض ٹھوک ٹھوک۔ شریہ باوٕ
ڈوٚ ڈاہ راز ہن پیٹھ۔ سوٚسہ ریمژہ ژیرہ پوٚنژ
بیہ ہیچھہ ہی خضر ژونبرہ۔ ہا یہ حض گوٚ کوٗرہ
مأنس دراتہٕ سیٚت کھٹش کرٕن یہ گوٚہ بوٚگ
یا پژل (رزاق بٹن رشتہ دار جوٗراہ ژیرنیران)

نمبردارٕ۔ گوٚتا رزاق بٹس ونمُت منیندو کوٗرہ مأنس
گژھیہ تھے کنہ مذاق کرٕن۔ مہ چھ تہٕ گنڈ

پھٹان یہ حال بُوزِت۔ مہ چھ کھریس زمان یِتھِس ـــ

خضر بٹ:۔ (کتھ ژٹِت) ہے مقدما آسس کرسہ بند ژہ کیا پرٕتھ جایہ نمائندہ بدنام کرنہ سیٹت ژھلت ہش پھیران۔ (اسمال گنٕ ی کلہ پیٹھ ژاودموان)

چوکیدار:۔ (نمبر دارس ہدلہ) ہے بٹا پرٕتھ کانہہ چھُو بدبہ وول۔ یہ کیا ژہ نہ ژہ فکرہ تران کورِ مالکن کوٕسہ رب آیہ متھنہ ونِکس؟

معتبر:۔ (کتھ ژٹِت) نہ یتک نمائندہ اسے چھ کنہ پھٹمٹ۔ وتھوسہ ونیو ونِ کیا چھُو دربار زیٹھراون ـــ؟ زن لنگ مقدمس تہ گنٹھ نیرنہ (صدیق جندہ تہ گامہ زیٹھ نیران)

خضر بٹ:۔ (نیرہ ونین کُن) ہے پتھر بہوسہ۔ آخر گوٕیرہ مالِ سُند تہ کرنہ انصافا (فتح لون برونہہ کُن انِتِ) یہ کیا چھ منزم یرہ آسی پرژِتو شام تان اوس دیان کورہ مول میوہ مٹھای گریم کنہہ انِن۔ شامہ پتہ سوز آسنہ یہ رشتہ دارہ شیچھ نہ میوہ اٖنزرہ اوسہ شامہ لٹہ کتہ بنن گامس منز بوٹہ ژیرہ تہ خال!

پت گیہ رٗپیہ - اتھ سہ اگہ تم کھوچھ چھ - بوڈِہ
رٗپیہ بدل صُبحس سداہ آنہ -

معتبر:- (تیزی سان) یہ ڈاکہ نُون آسی گمت مشتھی؟
(تمس کُن) ہاکیب حض دِنے آخون صٲب ہیکھئے
حض سیکھی - اگر گوٚوٚ تہ اکھ رٕہ سای کھیہ چاٹھ
نیرِیس نہ!

ملہ:- (خضر بٹس اندرِ نت) گوٚنا منزم یار رٗمت کوٚڈِہ مول
گوٚ - اتھ کیب چھ دپان بستہ نُون ٹین -

فتح لون:- آخون صیب ژہ گر حض ژھوپہ - چانین کارن
ہنسز گیہ مہ انزِ خبر - ژہ ہتہ پینہ نے بُبہ مُشک

باپار:- ژہ گس لاٹھ چھک اِماس چھک بے عزتی کران
ائیم چھا چانِ پاٹھ گبرہ مالِ شُندہ لاکھ کھتر
(اسمال گناہ چوکیدارس کُن اِشارہ ہاوت ژھوپہ
کران) تاپہ ریٹت چھوی ریش ٹھٔر رٗومت تہ عالمس
پیٹھ چھک بجہ سنب آسا زرت حملہ کران (تان
ہوان متہ زیتھراون - رزاق بٹ نبرمہ دروازہ
نظر تراوِت واپس نیران)

فتح لون:- (باپارس کُن ژکھ سان) ہے ژہ کت پیٹھ بنان
پرتھ کینہ نُنہ ناوہ ہنز ژنہ آشنا ذرہ مارائے کرون

چھی نہ کرنہ - یوہ تانِ اوس چون آخون صیٔب کھن
تراوان - از چھُہ کران کورہ مالِس ہنزِہ ہمدٔ پوٗت -

(بابا پارس گژھان تہٕ کلا)

معتبر :- (بابا پارس بدل) اچھا یا تےٚ کینٛژھ نتہٕ لیٚچھ ہر جنہہ - یون
تہٕ لوگ ارمہ ژاپنہ - بس ووٚنِ روز نہ یتہٕ ساٚنِ
جای - ژیٚھ حضٗ آخون صٲب یہ کوم کرن پانےٚ تمائیدہ
تہٕ فتح لون (نیران نیران) مہ چھ دٔلی تریش یتہٕ حرام
مگر یاد تھاوزہ ژیٚھ چکس منز یوہ تراوِ لوٚنہ گھرہ
یا پٹہ خاندانہ منزہ کانہہ تس تہ ژٹوتھی ساتہ زنگہ -
پھوک فصل ادہ کوٚنوانہ خرچس مُحرا (اسمال گنای
ژادرہ تل آسان - معتبر نیران)

مٔلہ :- (نیرتس پتھ ژھٔکت) اہنہ سہ یلہ پٹہ کھن تراوان اوس
مہ واتنہ یتھ مجلس مُہن (ہوان نیرلن)

خضر بٹ :- (بس تھف کرِت) تہ حضٗ مہ ژیٹھ بخشتو - ترائےٚ تو یہ
لوٚشِ کتھا - خدایہ شندہ خطرہ کرِ تو گیرہ مالِ سُند
تہٕ انصاف - اُسِ چھا یور آمتِ منزدہ ہرٛ کرنہ
کِنہ کانہہ کومہ آنژاونہ -

مٔلہ :- (ذرہ سہ دِت نیرن نیران) بس بس یتہٕ ژانہ فتح
لونی دِر بزرگ ساںہ آب منزہ کیا گژھ حاصل

مہ چھُو تہ طلاقِ شرعی اگر بو نکاح لیکھ یا یتہٕ
بِہِمہٕ (یہ وَنِتھ نیران) اُہِمس سیُٹ یُکھہ سالَرٕ
تہ اسمال گنڈی ژھایہِ ژھایہِ نیران)

کورِ ہندِ مام:۔ (فتح وِنس کُن) بے ایمانا وُچھان چھُکھ کورِ
مأرِس کِتھ کنہ کُرت ہٹِس کھش تہ ہُنگنہ رٔلیٹھ

اَکھ سالر:۔ (چونٹ بُن کُن کرِت) پھرِہ ژُورس دارہ کنہ قسط
پور۔

چوکیدار:۔ (تھود وَتھِت) ہے پرانۂ داناہو چھُو وُنمت
یا گرِتھ ژاٹُن نتہ ژٹُن ۰ سلامت گرتوخواہی برکنار است
(مُقدمس تھف کران تہ نیران)

نمبردار:۔ (نیران نیران) اوہ۔ اوہ یمہِ سالہ کھوتہ مُوگُر
کھیون بہتر۔ اَکھ کورِ مأرِس لوٹ بیہ تُسنڈے
گھرہ پھوُنٹ۔ تِمے بہِن یتہٕ (یمن یتہ سالر
جماعتا نیران)

خضر بٹ:۔ (وُوش ترأوِت) پروردگارا۔ یِہُنڈ کُن چھُونہ یِموَ
سِوای یتہٕ گیُنہِ حصر۔

کورِ ہُنِدِ مام:۔ (کِتھ ژٹِت) اوہ۔ اوہ جاے کُنہ چھ یُوان
سوژُل رنہ نہ (ٹُکان کانگُر تہ فتح وِنس لایان
لایان دنان) بے ایمانا چھل وُنی ژھمَ کورِ مأرِس

سوٗ یہ سیٹھ مَنٛدٕل۔

فتح لون:۔ (کانگر پھکس کھٹت) واے (کوٗرِ ہند مام ژلان ژلان اَسِس کلس لورِ ٹاسا لایان) واے (پوان بے ہوش گژھت تہٕ خضر بٹ یوان اَسِس تھف کرنہ تہ تان یوان اَسمانی بیاکھ کانگرا تہ پوان خضر بٹہٕ نِشِ شانَن پیٹھ۔ باقی سارے ژلان اَتھہ ہوران)

خضر بٹ:۔ ہیوٗ مارہا گوٗ ہیوٗ۔ گُنہ کانہہ چھُونا۔ مارہا بے عار و ہیو (نبر کِن وتھان گژھِ کورِ موٗل تہ رزاق بٹ اژان اَندرِم کریکھ بوٗزِت)

رزاق بٹ:۔ (اژہ وونی) ہے افسوس۔ ہے تلہ ترٛیش اَنتوٗ (کورِ موٗل والان طاقچہ پیٹھ ترٛیش تہ تراوان فتح لونس)

کورِ موٗل:۔ تکھ سیر، تکھ سیر، تکھ سیر۔ وُچھتہٕ کیا اوس میانہِ بد نصیبہٕ یمن لِکھموٗت۔ یمن تاوَن زدَن کُنِم اوس ونموٗت میانِ وکالت کرٕن (فتح لون ژران اَچھ۔ رزاق بٹ اَسِس کُن وُچھت افسِ افسوس کران) تہ ماسہ آئی نارہ چھک خضر بٹا ــــ؟

خضر بٹ:۔ (وَشِ ترٛاوِتھ) نہ بہ بچاس پکو سیٹھ یمن اوس یہ کھیچُر بچُر گرہ نوٗمی تہ سانہ کامہ کم کھیرہ دِن

ناو ۔

کورِ موٗل :۔ (خضر بٹس کُن) نَہ اَسہ کُٹر یمو سوای کوم ۔ یلہ اَسہ ژُچھ یہِنٛد ہُنتھ ۔ اَسہ پٔتر اَپارہ نِکاح یمو بغیری ۔

خضر بٹ :۔ (حیرتہ سان) نَہ داتاد چھی ! (فتح لون ہوان تھود وُتھِن) وُنِ کیاسہ پھُل میون دِل ۔

رزاق بٹ :۔ (فتح لونس شانن ٹٲل دِوان) مُبارک سلامت ۔ اَسِ اَسِ یینِس کالُس یہَے کوم کران ۔ یمن بچو نہ اجاون خبر ۔ مگر ژہ ماسہ لگوُی نہ خسم ؟

فتح لون :۔ (ہوشہ پھیرت) نسہ بوٚ اِژُس امہ برونہی گیران یم گیہ دُشمنَن ہنٛد لانژھ حملہ ۔ تیہ کورِ مالِس چھُو مُبارک تہ مرحب اَتھ دانائی پیٹھ (کورِ موٗل کلہ بن کُن تراوان) وُنِ کرٕ تو دوہ مُقرر یُتھ نَہ دُشمنَن پیہ وارہ مدوس ہای ۔

کورِ موٗل :۔ یہسہ گژھ دُشمنَن مہ بیہ رزاق بٹس پٹھِن کِنہ نکھٹنا ۔ مگر پھیران یہُم میانہ بُتھہ داتوی ژہ تہ خضر بٹس تکلیف ۔ مگر اَسہ تہ تھوو نہ یہِنٛزن سانٛزن دون ہارَن ہُند اعتبار ۔ بلکہ دوہ تہ کرٕ اَسہ مقرر

خضر بٹ تہ فتح لون :۔ بس نی تہ چھُ سون مُراد ۔ یلہ مرحب چھُ اَتھ

گاٹہ جارس (تاں گژھان نبرکُن کرِ یچھ "نارہا ۔ نارہا"

کورہ مول :- ( ناہ کِن کلہ کڈِت ) ہے ظہرا ہسہ دِ توک رزاق بٹس نار ...... ( نیران ژلان ژلان )

خضر بٹ :- ( رہ وچھت ) اہن سہ ۔ اہن سہ ۔ اسی ہمسایہ چھ رہ وتھان ( یہ بوزتھی چھ ساری نیران ، بے فرصتوی نار ژھتہ کرنہ ۔ کورہ موج چھ بہسان پتمس کنٹھس منز تہ اویلا کرنہ )

## ایکٹ نمبر ۳ ۔ سین ۴

( وقت پتم پہر ۔ مقام گامہ مرگزار ۔ اتھان معتبر تہ گامہ رانڈہ کنہ ہمسایہ کران تہ شانشہ ہیٹ )

رانڈہ :- ( خوش گژھت ) بوژس وایہ ممنز تہ دودس دتنر گلشن ژھایہ ہیت تامت ہونو شورنگ تہ لوکھ گیہ جمع ......

معتبر :- جان گو انز کیا ترنگ فکرہ اسہ سیت ودچھ دوچھ بولن کیا گو تہ نمائندہ سنٹرین شائل تارہ کن ہنندو معنی کیا گو ( دچھن کھوور نظر دِث ) ...... یرت گو چون انعامہ سو چھو میانہ ذمہ مگر چون ٹ رٹزہ بنہ ......

رانڈہ :- ( جل جل تہ نہایت لوتہ ) ضرور ۔ مگر یتھنہ کانہہ

آسہ ییتہ نس تہ بوزان...... ڈونکنس چھ دانائی
اوتوی گژھن تہ یکن منز روزت افسِ س
افسوس کرُن.....

معتبر:۔ (بانبھرہ ہوت) اوہ، اوہ ژہ نیر۔ بیہ چھوہ ونی
پٹوارس تہ سمکھن (رانڈس اَتی ڈیشت) پکھ ژہ نیر
تتی روز گاش فولنس تام۔ (یہ بوزت چھو رانڈہ
ہیران) یہ چھا سناپوز مردہ تہ چھ بوزان۔ یا
آسمان تہ زمین چھ عملن شاہد روزان۔.....؟
مہ چھنہ یہان..... مگر..... اگر پوز اوس ستہ؟
(پریشان گژھان تہ نیران)

## ایکٹ ۳ سین ۵

(اتھان ذیلدار۔ نمبردار۔ چوکیدار رزاق بٹہ نس
دزہ نس پیٹھ تحقیقات کرنہ۔ وقت صبح۔ مقام
رزاق بٹن محلہ)

ذیلدار:۔ (کمامہ سان) مہ آس خبر دزہ بوزس چھو گژھان
دزہ بوزے۔ پہار جماتھا نوے یہ گامن منز
پانہ وانی دوان نہ تہ پتہ۔ یہان التواتہ تقاوی
ژھانڈنہ یہ مہ کارس منت بھاوان آس ہہ ددی

ییٖنہ کینہہ نمائندس نِکرہ تَہ ان کہ ہَرکارُک خزانہ گوٚ کانٛز پوٚ۔ یتھوٚی ترازوٚس ترتوٚی ہکوٚس کرٕتھ۔

نمبردار تہ چوکیدار: یہ جناب گوٚ بٹُل وِکہ ہتھرہ بلایہ لگُن یمن ژٕکس لَدن چھ آسان برات۔ جناب کیازِہ ہمُن درِگ (رزاق بٹہ نِس گرس نِشہ وانت)

ذیلدار:۔ (شیچھ رٹِت دماغہ سان) یہوی گوٚ آسہ والنٹیرن ہتھرس مال شُند دوٚدموٗت گرہ؟

نمبردار تہ چوکیدار: (مان مانِی) جناب یہوی گوٚ (تانِ یوان رزاق بٹ تَرِ نہکُن۔ امس آسان نرِہ زہ دزہ مژِہ گھراجن آسان اکِتھ کُنِ زخمی سپدِت۔ گوٚب اکھ نادہ ورِت مرہ نس تیار۔ مکانس وَتِہ تان دُدمٕت جادادہ اندرہ آٹِہ نوٗنا وزن مژُن ہرِین منز بوزنہ یوان)

نمبردار:۔ (گوٚڈہ نیچی نظرٕ) نوٚمن اڈہ دزُن ژھیہ ہرُن منز چھ تِلہ گژھُل لگرہ ہتھرِ مش۔

چوکیدار:۔ (شکار لبِت ذیلدارس کُن) جناب تی اوسس بوٚمِن دوٚہے وَنان۔ تِلہ لگنڈ ژٹُن چھ ممنوع۔ مگر یموٚ موٚن نہ ناٚہہ ازچھو یوان میوٚن دَژُن برابر ........

یت اڈہ دُدِس دارس منز چونکہ تِلہ زیوٚن آسہ

یت گژھ سارسی سُپرد نامہ سپدُن

(اژان معتبر ذیلدارس سلام کران)

ذیلدار :- (کلہ سیئت سلامہ جواب کرت) ای چھُس بوتہ حکم دِوان۔ نمبرداروس نِشہ گژھ یہ سارِوی دار امانت روزُن۔ امس ہمہ بو پانے سُپرد نامہ۔

نمبردار :- (اندری شاد سپدِت) جناب بوتلہ ناوہ یم ٹُکرہ پانے گرہو گوٚب لبۂ مرنہ۔ امس کرونا گوڈہ کھش ــــ؟ دوہ کانہہ بینہ ما مُوکلئس ــــ؟

ذیلدار :- (گبہ کُن نظر تراوِت کارِدارس کُن) اوہ۔ کاردار صاحب آپ اس گبی کو ذبح کرو۔ امنٕ قیمت آسہ روپے ڈوڈ روپے نتہ چھلہِ تسکس لد امرنش نہ انکھ۔ (معتبر دوران کھش کرنہ)

نمبردار :- جنابن ہُندو اقبال بڈٕن تو تہ وسٕس کینہ ثمن دال سُند طلب نہ نکھ۔ ازتان آسہ کاردارن وہُنہ پھرہ ائمنُدِ ہ بدلہ ثمنِ والیٚن ہارہ دِثہ مژہ۔

ذیلدار :- (رزاق بٹس کُن) اچھا ژہ کوتاہ سپدِ وی مکانہ سوائے گل نقصان ــــ؟

رزاق بٹ :- (وَدان وَدان) نہ وٕنت کیا مہرا سپدِہ مِہ حاصِل؟

ذیلدار :۔ (خشمہ سان) تمیوک مطلب ؟

رزاق بٹ :۔ (نرٛین ہچھوک ہچھوک دِوان) جناب یہ مہ گوٚ تہٕ گوم پانس۔ یوکُن باوِت کیا گژھ ہیم حاصل ــــ ؟

ذیلدار :۔ (نمبردارس کُن) یہ چھوٚ مہ یوان بڈہ کالہ داس بوزنہ (رزاق بٹس کُن) یُت تام نہ تحصیلس منز چانہِ نقصانک تہرستہ واتہِ نُت تام گس دِنہِ حکومتس کہ لاٹس ہسہ دوٚدِ ہنگہ ــــ ؟

(اژان خضر بٹ تہ رستمُو)

خضر بٹ :۔ (اتہ وُنوی) اَہس نہ چھنہ تحصیلس منز واتہ نیچ صوٗرت۔ از تام چھوٚ اتھ پننہ زمینک ژوٗرِیم حِصہ تحصیلس منز خشک مار۔ پانی مار نہ خوٗدہ کاشت ژھانڈان کینت ہوکلو ہوت باقی ترہ حِصہ ــــ (نمبردار ذیلدارس کُن پیچھ پلہ نان)

ذیلدار :۔ (دزان دزان کنتھ ژٹت) تہ آکھ یور قانوٗن چھکنہ۔ کنہ پانے تحقیقات کرنہ ؟ اسہ دِنتہ ژیٚ اہس چھُنا مکانہ بناوُن ــــ ؟ تقاوی ژھانڈنس معاملس التواء تھاوہ ناوُن ؟ تہ اہس بروٗنہِ خوف دِنہ یُتھ نہ یہ حرکتھ کرہ ــــ

معتبر:- (اگبہ کھش کرِت گرہ سوزان، یوہ دنوی کتھ منز کتھ تراوِت) جناب یے مکانہ بناوِہ سو کنٹ بناوہ ـــ ؟ یہ پوٗرن چھ چکدار صٔبن - یوٚزِ مس نہ اٰمہ پیٹھ چار دوی یکہ ناونہ (چندہ منزہ کاغذا کرِٹت) اگر باور چھنہ یمَن یہ وچھتن انتخاب جمعبندی - یُس مہ پنہ نِس پٹواٰرِس ہیتھ موٗت چھُہِ -

رزاق بٹ:- (نرٔن ہیوک دوانی) گوٚنا پورَن چکدارس - چار دٲی سمنہ دالٔن - وٚندٕمٔت ٹکرہ منبر دارس بیت چھُو روزان میانی اڈہ دٕد شُرٕ بأتہ رتم ژھنتوک گجہ نہ توہی شِہلہ -

ذیلدار:- (اٰمسٕنز گُستاخی بُوزِت) اچھا - اچھا چانہ بجواسہ تلہ تران چھُم فکرہ نہ دِک ژہ جائیِ اوٚک تفصیل - نہ پکک ژہ سانہ مصلحتٕ - اکھ چھی چکدار صٔبن دِیوک تام زمین بیٚن مکانس ترووِمُت - رِیشم خانٕ تُک گُل ژٕٹہ نس چشم پوشی کرٕمٕژ - تحصیلن پرٕون بقایا ادیزان تھوومٕت - بیہ چھُک سرکارس منت نھادان تفصیلِ نقصان پیٹھ ژھنس پیٹھ - آخر تحصیلس

دِما بہ کلہ چُھن تفصیلہ بدلہ —

خضر بٹ :- (خشمہ سان) ہے اَسہ ہَسہ چھ تحصیلن تالہ کُن ژھٹ کٔرِ مِتۍ۔ تحصیلہ کیو کارکنو خصوصاً مہانند محررن مول شتھراومُت نوے نہ گژھ اَسہ تحصیلوک مایھٹی نہ ٹوبھی (تانِ اثران منصفی ہندو ناظر کیتھام حکماہُت نہ ذیلدار لگان اَمسی کُن)

ناظر :- (اتھ وُنوی) ہے ذیلدار صٔب چھاسہ بیتی —؟ بیہ گوہ یہوی رزاق بٹن گرہ —؟

ذیلدار :- (دستارس کونک چأرت) اَہن سہ بوی گوس ذیلدارِ علاقہ۔ اَنہ کیا حُکم چھُو —؟ مُنصِف صٔب آسہ ذارے —؟ میون ما وُنی نے کُنہہ —؟

ناظر :- پرسندی تہرا۔ سہ ووت گھنڈا ژھانڈان توہہ بوچھس منصف صٔبن سوزمُت کنتام رزاق بٹن خانہ جاداد قُرق کرنہ۔ ہمس چھ کنمتام اِجرائ ڈِگری کرہ وانہ خطرہ عدالت گیہہ ائن مِتۍ (حالانکہ وُنہ چھنہ آسان کینہ دعویٰ دایر کرمُت، محض اکھ لٹہ دور کاغذ ہٗوِت چھ گام۔ ساہوکار اَمس توتمہ کران)

ذیلدار :- تفصیلیٔ مہ کر کتھئ بیتہ۔ بوچھونس اَمِ صُبحہ پِٹھ

پٹت کھولموٹ۔ سانگا چھس تیوٹ بوگموٹ زن تہ
نہ ساس رۄپیہ ڈنڈمُت چھس۔ یودوہ پرتھ تورِ
اوروہ چھُو یینہ تہ کران ییب تہ ژُنہ نس تہ۔ پت گو اگر
زمین رہنہ کرہ ناوِتس نوہ کانہہ رۄپے مانزہ باپارِ
بچارسس۔

نمبردار:۔ (کانگہ ہُور مازان مازان) جناب یہ ہیہ گوڈہ پٹوارس
پرژھن۔ حال ائنزراو تیہ ییتھ ٹکہ تناوہ ہنہ کرہ
پٹوار خانہ پیٹھ معلوم اسہ کوت زمین چھُو ونہ
رہنہ کرنے۔ (رستم تہ رزاق بٹ دوران گرداجنہ
کُن۔ یُس ضعف ہیو چھُو گژھان)

ویلدار:۔ (رزاق بٹس دوران وُچھت) ہنہ ہو ینہ چھہ فوجداری
کیس ڈیرگیمٹ یمس کالہ واسہ سنز نہ نانہ لیج حال
پکنہ۔ اتھ دقوعس پیٹھ پیہ پولیس تہ اطلاع
دِیُن۔ فی الحال کرِتو ناظر صٔبُن محنتانہ وصول۔

نمبردار:۔ (جَل جَل) جناب اسہ چھُو وانہ کہنتہ دراموت
اگرچہ تہ اوہ دُدی چھُو۔ مگر تو تہ گژھ نمہ کہ قیمتہ
ناظر صیب راضی۔

معتبر:۔ نہ تت اڈہ دوس وانس کُس ہیہ۔ مکابہ کہار
کھنڈ اسے ہوکیا! دُوہ اکس مکابہ ڈیرس کُن اشارہ کرت

بچاٲمُتۍ چھس سۆ کیاڈہ کنہ نہ تہ محنتانہ کرہ ادا۔

(ناظر چھُو پاران آخری فیصلہ)

چوکیدار:۔ (کتھ ژٹِت) نخص سو مکاٹی چھ اٲک سنٛز اانت اَمِس نِشہ۔ ٹُوٗٹس ازشام تاٲنِ امِس اکس جایہ ڈاتنا ڈُن۔

ناظر:۔ کرِو حض توہی تیٚنچ کوم پتہ بوزو باقی معاملہ

ذیلدار:۔ اُس تے لگ مہ کلنہ۔ کیاسہ مقدما نارہ سیت چھُنہ مہ یوان بوزنہ کنہہ خاص نقصانا گومُت۔ خالی ژھیہ پَتھ دِزُن کُس نقصان گو؟

معتبر:۔ جناب ژھیہ ہُر پانٛژ ست دِزِت چھُہ اَمہ ڈانٛب لوگمُت۔ نتہ چھنا امِس ژھیہ ہریُن ہندہ بابت دِیرہ دِہرہ دارہ منز۔ یِت گیہ نہ نانہ اُمنٛز یہ اُس وارِیہ کاچھ یرانی از درایہ ہُول گنڈِت نارس نرہ دِنہ۔ دنی انہ مرِث گامس شہہت!

تنبٹ:۔ ہے حاکمہ وُنہ چھُہ امِس دانہ اکھ باقی تس تہ کرِیُس کانہہ خریدار۔ یتہ نیٚر تو سوچھ کرِت!

ذیلدار:۔ (اَندری دزِت) مہ چھہ خبر چانہ نماینہ گی ہمنز کران گژھ تہ حاکس قانون شادی صغر سنی

خلاف ورزی۔ ژہ تہ وُچھک چاأنِ نمائیندگی کِتھ کنہٕ وُڈِژہ ـــــ

خضربٹ:۔ بوزہ زانہ چانہ کھوتہ قانون شادی صغرسنی۔ پت گیہ نمایندگی وڈِژہ ناوُن۔ یہ کیا تعجب زوٗنت ژہ۔ سو ژیہ وُڈان وُڈان سرجونٹ یمہٕ سٹن دارہ یہن ووٹس حاکمن چونٹ فنڑاوِہ ـــــ

ذیلدار:۔ (خضربٹس کُن وُچھنہٕ بغیری پننہ نن نوکرن کُن) تو ہندو گرژھ دارہ یاو تھاوُن نمایندہ بہادرن ہندو وَنُن بوہانہ یہندین لیڈرن اسمبلی ہاس منز ووٹیر کُس چھُو۔ تمن لیڈرن یمن تمنا چھُو اسمبلی منز چلہٕ ناسان اکھ کتھا۔

پت گو ازیک فیصلہ۔ بوکھ تحصیلس نارہ سیٹ چھُنہ کانہہ خاص نقصانا گومُت۔ (معتبرن کُن) امس گرژھنہٕ بیتھ پرنہٕ پیٹھ مکانہ زیُن بناونے۔ نمایندہ ون امس ڈلس منز بسنہ خطرہ پرنا (کنہہ گریس اژان فیصلہ بوزنہ) دیرتن ہندو تفصیل گرژھ شام تانِ مرنشہ داتن۔ جملہ زیُن گرژھ مقدس حوالہ روزُن۔ گیہ ہندو قیمت گرژھ تحصیلہ کِس یمن دانس تھاوُن۔ مکانی گرژھ چوکیدارس اَتھ

اَمانت ذارس داتناوَنہ یُن ۔ ذانہ اگر بچو مؤت چھُس تہ گژھ ہمسایَن ہُندِ و گرِ و کرِتھ نیلام کرُن۔ تہ ناظرِ صٰبس قرقی ہنز مجرُا دِیُن ۔ تاکہ بیت تام دہنگ کا غذات تیار گژھن تت تام روزِنہ اِجراء ڈگری بلاتعمیل ۔ ہاں اگر زادرا شادرا چھس سو نکس رہنہ کِس اِنتخابس ۔ رہن نامس لِکھایہ وغیرہ ۔ ایمندُن بچہ دیُن تہ اُستادن گژھ محلکہ ہیُن ہُند رتمہ نمائندگی سیت کھریکہ نادن کینہہ ۔ یت دُونہ ایمنز زنانہ یُس فی الحال مرانی چھنہ ۔ سو اگر مویہ تہ پولیس گژھ فوراً رپورٹ کرُن ۔ تیتی ہچھن یم لیڈری

معتبر تہ ممبر ذاکر :- بالائے دو چشم غریب پرور ۔ مگر اَسہ تہ چھو جناب اَمِس حرام نکس تِل روپیہ رقما گلت ۔

ذیلدار :- ویرُن ہُند تفصیل کرِتھ راوِنہ کینہہ ہُند دا کھ پینہ ۔ تُہی کانشتو میان زِنارگی

خضر بٹ :- (لوتہ لوتہ) یہندہ کانشنہ سیٹھ ۔ ؟

ذیلدار :- (یہ بوزِتھ) زِدان گژھ تہ یٹھ رکھ ۔ کران گژھ شاٹلِ تارک ہاوِتھ گام دیران ۔ (یہ وٹانی ہیوان نیرُن)

خضر بٹ :- ذیلدار صٰب یم ٹھگلہ تہ کانِس کانس ۔ آخر اَسہ

سُون تہٕ اَکھ زمانا یلہ سانِٮ۪ن دُشمنَن تلہٕ ٹِک پُٹھ گژھ۔

ذیلدار :- (خضر بٹن بوزنہ بغیری پنہ نٮ۪ن نوکرن کُن) ازشامہ برونٛہہ گژھہ میانٮ۪ن حکمن مکمل تعمیل سپدُن۔ (

سارے بندگانِ ذیلدار :- (ذیلدارس سیٹھ نیران نیران) حضور۔ جناب حضور۔

خضر بٹ :- (دِچھن کھوٚبر سٮ۪ے منٛنٮ۪ن گرستٮ۪ن کُن) بایو دِچھان چھوہ سہ آدم محطا کتھ حاکمن ہُنٛد فیصلہ ـــ ؟

گریوس نمبر ۱ :- اہن حقّ اَسہِ چھُو تران فکرِ۔ مگر وَنِکس ـــ ؟

گریوس نمبر ۲ :- اَکھ گیہ رات ڈاک نار ژھوہ راوان بیہ وچھتو یٔہنٛد انصاف ! ( رزاق بٹس کُن ) مہٕ سہ چھو پننہٕ بے تل عقلہٕ تران فکرِ یہ چھُو یٔہنٛدی کارتوٗے چھہ یمہٕ جندہ گرٕ بانبر کرت اَسہ مران مران تہٕ ژم تُلان۔

رزاق بٹ :- (اَتھ بُجہ بیت) اَدہ سہ مہ اوشک ڈال کرُن تہٕ کرُکھ ونی کیا نیرہ سانہٕ افسوس یا غیبت کرنہٕ منزہ ( دوٗرہ آسان گھرٕ اہن شورٕنٮ۪ن منز باگ لرہ رُوزِت آہستہ آہستہ نزدان۔ شُر آسان بانبھر یامُت تہٕ ہمسایہ بایہ دٔنہہ مرہ آسان ہین تسلی

زِوان - امی وِیزِہ اڑان کورِہ مول بیہ ہٹنیؤ جوراہ قہوہ سماوارا تہ ژوچہ پھتا ہٹت) مہ وُتِن نہ یم ظہراپننہ پُترہ پیٹھ تہ بسنہ ؟

کورِہ مول :- (اکھ سماوارا گھر واجنہ نشہ سوزہ ناوِت) وَلہ سہ یہ اوس نصیبس لکھت وِنی ہمتہ بر تہ ژہ امیچ فکر - خدا کرنہ پُترنہ خطرہ بند (تان پلہ ناوان خضر بٹس تہ امس قہوہ) مے پُترنہ ژونبرہ چھ پک تہ تیتی بستہ - نیتن یتینک سأری چیزیہ ڈل کاوچھ - تہ کرِت تہ ہونزن یم پریشان تہ لوکہ چانٹتن نظرہ -

خضر بٹ :- (وُش تراوِت) نسہ اَسے چھ پرانی ہنزہ خیرات وُنہ نہ وارہ بیعہ تہ رہنہ نشہ نبر- فی الحال کرہ اکِس منز ونا وُک ہوتہ ژونا - سونت یت وُچھو کیا آسہ نصیبہ - (اڑان فتح لون سٹھاہ پریشان سپدِت) مگر بو چھس حیران سانہ گامکی پٹواریہ کیاز چھہ سانہ پُترنہ تہ چکدارہ فیٔ لچھ مرژہ - حالانکہ چلاس بیگارہ یا لارن صحبنہ بندوبسہ بروٹھہ اوسنہ یہ چکدار ونہ یتہ ورج تہ گوشوت

فتح لون :- (اڑہ زنوی) ژہ کیا تعجب زونت یہ - یم چالہ گیہ

محکمہٕ مانٛس کھوٗش اَنقیچ کوٗم ۔ خیر خُدا بُڈہ وٕنگ
پنشن ناوٗ پانٕے ۔ مگر اتھ کیا وپان ژہ کیا اوٗنگ
سوٗنتوک کہتام وٕنان ۔

خضر بٹ:۔ یی ہہ فی الحال کرو دارٕہ منز پارا ہش یتامت
ذرا وٗشنیر پھیرہ ـــــ

کوٗرٕہ مول:۔ (اوٗڈوی بوٗزِت) نَہ سوٗنت تام کیا چھوٗ پرارُن
پارٕہ منز ۔ وُچھنٛ ونی یین میون گرہ ۔ ہے
مکانہ چھوٗ خالی موٗکت لگہ ہہ ۔

فتح لون:۔ (لشاش گژھت) دُشمنن ہُندو بُتھ روسیا
کرنہ خطرہ گژھ ائز رزاق بٹ بتہٕ ڈیرہ تلِت
بیس جایہ آباد گژھن ۔ ائز تمام قرضدارن
ہُندو لانج کاسُن (چند منزہ نوٹہ بدرا کڈت)
ہتہ سہ خضر بٹا گژھ یتھے پاٹھن یمن مَنْپھس
دِہ نوٗم روپیہ باگراوِت (رزاق بٹ تہ باقی حیران
گژھان) ہاں یہ روزایام اکھ کیا وپان وَنہ نٕے
اَسہ گژھنہ کُنہ صورتس منز کھاندٕہ گ۔ دوہ بیٚون
ڈالُن بلکہ برونہوی اَنُن ۔ تکہ کیاشہلِہ مہ
وٗانج (گروٕس نمبر ۲ نیران)

خضر بٹ:۔ (حیرانی سان) اَہن سہ یہ رقم گروٕسی ژہ نکھہ تہ

## ژه چھک

فتح لون :- (کتھ ژٹت) تت مہ ین ژہ کتھہ ۔ ژۃ مان ژۃ
اوُر جان ژي ٹی یہ رقم ذاره ہا یہ رزاق بٹس
مہ اوس خدایہ سُند حکم امس حق پننہ ژین
تہ ژیوتمس ۔

رزاق بٹہ :- (بانبھرہ ہوت) نسہ مہ کر ذارک مے ننہ ویزہ
پٹھے قرضن برژک کوژ ہوت جھوتہ ژہ کر ۔

فتح لون :- واللہ ہمہ مہ نے اوس پرت ساتہ چون قرض
کھان یلہ یہ اوُسس عیال ہٹت کھوان تہ چوان
تہ ژہ اوسوک شُرِ بانڈ ہٹت فاقہ ژواں ۔ مہ اوس
پرت وقتہ شیطان ژالان یہ وسوسہ تراوت کہ دنیاتہ
چھہ پینیس تہ عقبیٰ تہ ۔ اذ توژ مہ نکرہ شیطان چھو
انِ نس تمی ساتہ ژنہ ژالان یلہ تس روپے چھ الانہ
سُندہ کھوتہ ٹاٹھ یوان بوزنہ ۔ لہذا چھُو یہ اکھ
ساس روپیہ پُسی مہ ژمرہ جمع کرِمُت چھہ رزاق
بٹس پانن نہیلہ ۔ تہ ژہ خدا یاری کرُنے
اتہ گژھ یہ لوکہ ہمزہ پھُنکو تلہ آزاد گژھن

گردوس نمبر۲ :- (کتھہ منز کتھ تراوِت) تہ اتہ کھاندر تہ کرُن ۔

کورہ موُل :- یہ چھس تت پیٹھ تہ تیار اتہ ۔ مہ کیمہ کورہ خِدمہ

مڪانن علاوه وارياه بيه جاءِداد - وڌيڪ ٿي رزاق
ٻُٽن عيال تہ ٽين سون بطور وارث - کاڌنڪ
کياون چاڍون مميانہ ذمہ - ميون نہ ڪوره هٿنڊه
حِصہ منزه . پُس ٽن اُمسندڙي حِصہ ڇڏو -

رزاق ٻٽ :- (اڙه ڏڏن ڏٽن هرڻ ڏيٺان تہ پهنڊو ڪلامہ
پُوڙت پهوي ههوت هيہ ڳڙهان) نہ مغز ڳڙه
ڏٽنِ مہ ٽگر تہ هي سپڏ ڪهتام —؟ ٻِوے ڏڏه
پيٽھ ٽوڙل ڪرت ڇهس تو هي ڪيا لڳٽيہ سوي ڪاندہ
ڪرہ يم هميانٽن دُشمن ڪرنهہ مارس تتور پوڙ
تہ پوڦو هس خاڻت -

خضر ٻٽ :- (جو خيہ سان) سوي تتور تيز ڪاوڻ خطره جھ نہ
فتح ديهن ڪنتهي صحيح ٻوان ٻوڙنہ - پيٽ ڳو کهندڙ
خرچ برچ سو ڇهو مہ ڏوان شُرئن ڳڙه تيار
ڪرڻ موت - اڪ شُماز حِصہ ڇهس بوپنہ ٽس
بابہ تهرس ڏوان - لهذا پوشاڪ - تپور تہ پيٽھ
خرچ ممياڻہ ذمہ - مگر ڪهاندڙ ڳڙه - بهرحال انز
سپڙن

فتح لون :- هال نيہ برسوارہ بدل ائڙہ - هيٺو ڏني بسم الله
ڪرڻ - (گريو ٣ نمبر ٣ نيران)

گھرِ واجن:- ( گامہ وربارس منزٕ بیتھ دوان وۄان خضر بٹس کُن )
رحیم ہے جو زپان واژہ منزٕ چھن ویرٕن چھو
گُتام گنٛز رٲنۍ بیہ چھُو مقدم مہنٛزِ پکان تٔلہٕ
زِیُن تلہ ناوِنہٕ ...... ہا ے میانہٕ گرہ ......
کٕرِہ مول:- ( اَرس اکِتھ کُن رٕٹِتھ ) تہٕ بہہ دِ ی شُرٕ ٹن منز
کانہہ چیز رٲوِنہٕ ( یہ وَنان وَنانی چھو گھرِ واجنہ
ڈیرس کُن نِوان )
خضر بٹہ:- اچھا نِوان گژھن ہیم کیا کیا گژھنگ خوش ۔ کران
گژھن جمع خبر کُس آسہ یہنٛدِس سوٗنٛبٕرِ منتس
چھل دل کرُن ...... مگر نوٗنا اگر اتھ کھاندرٕ کرنہٕ یِیہ
تِلی بیہ سانِ برادری بوزنہٕ
فتح لون:- تِی ووت مہ آوِ پیٹھ وَنان ۔ ہیم رٔٹیہ تُل تہٕ
یا ہوکیا چھی میون مہنٛزِ اَمی اَتھ سوزٕ وُنی
ذیلدارس تتہٕ دیہ بابہٕ پارس ۔ پٹوارِس ۔ مقدمس ۔
کاروارس بیہ باقی درالو تہٕ بیہ
( مہنٛزس آلِ کڈِتھ ) نٕلوٗ سلاما یُوٗ رٕ ۔
رزاق بٹ:- ( مبہوت گژھت ) لسہ مہ کونہٕ بہان توہی کیا
وَنان ---- ( فتح لونٕ مہنٛزو تُلان رٔٹیہ تہٕ بیٛران )
کٕرِہ مول:- ( جواب دوان ) آسہ تہہ کرو اتھ کھاندرٕ صحیح

ائز ہیہ ائز (پنہ نئن ن٘ون جھنؤن کن٘ بہ بہ٘نہ
چھ مجلسہ آسان قہوہ چھران) نٔلان گژھان ژہ تہ
بیہ باقی ہمسایہ یم سأری چیز یم نارہ نش بچاومت
چھہ تہ واتہ ناوِو سون۔ پہأرہ ارہ شیرو وتھرن
بیہ انیون دازہ تہ مأرِو کٹھ ژہ بنرہ بیہ ہیوپچھ
وَنہ وُن۔ گرہ ونزِیکہ اسہ دِیت کوِیہ حصہ
ائز۔ رزاق بٹس چھنہ سأنِ کانہہ منت۔ توے
کرو اَس ائز کھاندر (اگر یوس نمبر ہم ییران)

رزاق بٹ:- (گویا خواب وچھان) آخر مہ چھُناسہ کانہہ
تلاشا کرُن۔

کورہ مول:- (کتھ ژٹت) بالکل نہ کینہہ تلاش۔ صرف تُلتہ ژہ
پنُن عیال تہ پکتہ سون۔ باقی گو کھاندر کرُن تہ
سپُد انشاء اللہ از شام تانی (یہ ونان ونانی
کران رزاق بٹس تھف۔ تہ لوان ننائی کُھن۔
تتہ وتھان گھرواجن تہ تسُند عیال)

رزاق بٹ:- (یوشن والئن ہندو خلوص وُچھت) اوہ سہ توٚم
کرنہ بیتہ پانے کوم؟

کورہ مول:- اَسہ منزہ ہمدہ بیتہ کانژھا۔ باقی دُود پرُن
ذیرہ ییتہ ذن ہے۔ گگوژیب وغیرہ یمن بیٹھ کانہہ اظر

پیرہ۔ یِم تمام چیز ژھنِو اُسہِ ییتی تراوِت (یہِ
وَنان وَنانی چھُو خضر بٹ تہ فتح یون ہیہ ہمایہ
جوراتُکان رزاق بٹہ نس عیاس تہ نیران کوٗرہٕ ٹِل
سُند)

## ایکٹ ۳۔ سین ۶

(ٹلہ گگن آنگن۔ اژان ٹلہ گگہ تہ پیر)

ٹلہ گگہ :۔ (رزاق بٹُن حال وَنان) نخفی بچارس دراس نہ
کانہہ چیز تہ بہانہ گوس کھاندرُک۔ تو تیہ اوسنہ
مے ہیت کار کرو ہوت کُشتُن نم تھانہ ہیَن نہ مے۔
پیر :۔ (ٹلہ گگہ وَنان) ژھیان چھُو کہ مہ پر تُرتھنہ بغیر
کانہہ کوم کرِ سیٹھ کیا چھُو سپدان۔ خیر یہ چھ
آسان برات۔ اَتھ گژھنہ زیادہ سنُن۔

(اژان فقیر ڈار۔ عزیز میر ہیہ گرٕٹس نارہ)

...اریٔ :۔ (اتھہ دِنوی) اسلام علیکم۔
پیر :۔ وعلیکم السلام۔ کیاسہ ڈانگور چھا بخیر و عافیت؟
فقیر ڈار :۔ یُو حضُور چھُس تُہندہ دعائے خیرہ وارے
مگر اَسہ حضُور چھُو دُشمنو گیوُر اُونمُت۔ یِمَن
حضُور گوژھ خدا جل جلالہ نامہ پھاٹہ دِن
پیرہ :۔ (مُریدن ہُنہ ہمدرد بنِتھ) خبر۔ نہ دعائے بدگژھنہ

کرُن ۔ بنہ لگن نہ تنازعہ برپا کرُن ۔ یہ گژھِ یکہ واحد

باعث چھِ اتفاق و اتحاد

عزیز میر :۔ (جل جل) تہ حضن یلہ اتفاق کرہ نوی گو جان

ونتہ پننہ نئن سارہ نی مُریدن ونِکنس امِس

رزاق بٹس بچارس بیسنہ شب و روز شام رٗوو مُردتا

کرِئن ۔

پیر :۔ (سوپنچان سوپنچان) مہ چھنہ اوّل وُنہ خبر تس کیا

نقصان گوسہ شنیدہ کے بود مانند دیدہ

ونیم چھ یہ توہہ بنئن کیم سہ ہرکسے را بہرکارے ساختند

—————

گریوس نمبرا :۔ (کنہ ژٹت) پیر صبا بتھاوِ حضن تفصیل فرماوُن

توہندہ منز اژنہ بغیر حضن گژِ اسہ مصلحت کہ

یہ ہس تراوہ اُس پننہ مرضی فی چوٗلہ اکھ اکھ

کنالہ رزاق بٹس یہ ہمہ قریباً ہت کنالہ نہ سوٗییہ

اکِس وٗدن وٗزِین اندر اندر تیوت برونہہ کر دشمن

وایہ پرٗژھ واند (پیر گژھان حیران)

گریوس نمبر٢ :۔ (تشریح کران کران) یمے دُشمن حضن یم چاٗپن

مرید خاص گے ۔ یم یا چھ غریبن رِتس زاگان

نتہ اسہال "ہترہ ڈنڈشن" یا گھ دون کھرانی لت

بھاوت ڈنلہ کنہ ژۄپا کڑان۔

پیرہ:۔ (بیاکھی حالت ڈلیشت) تۄت بھاوِ یاد یہ توہیہ رت کرہ تہ کرہ تہنز کت۔ لہذا گوجان زڈھن سیٹھ اتفاق و اتحاد کرن تہ تمہ پانس کن پھرن۔

گرویمہ نمبر۲:۔ (اچھین ورہ دِت) ادہ حض پھیر کیا تمہ اسہ کن سو کیٔوت حض۔ تمہ دپان نمایندس یارلہ نہ ناگ ساری گریس زندے۔ جادہ پھن تمہ یم جلسس بیٹھ حاضر گے یا نمائندہ صتبن کمیٹی ہنز ممبر تھاو ترادِ حض تہنز کنھا۔ تمہ پننہ وِتہ تہ اسس پننہ وِتہ۔

پیرہ:۔ (اچانگ لاگت) تیہ ؟ گر نمانہ وِتہ کس اسمان ژۄ پنچس پیٹھ۔ تمہ تہ نلان چندہ ناو کر کرِ تھنے کنہ مانگیا زمیندارس نشہ بنھ کنہ اکھاہ بیاکھ تلان !

فقیر ڈارہ:۔ (بے تابی سان) پیر صتبا یہ مہ حض وَن زلہ پیہ ژہ پیٹھ تہ الزام ـــــ

ملہ گُر:۔ (کتھ ژلت تہ پیرس نھف کرت) نزاوِ حض یہ بحث اتی۔ اسے ژیرِ گو رزاق ٹکنہ تعزیہ پرسی (پیر چھ اشارہ ژیان تہ ہوان نیرن)

مگر یہ چھُ عجیب قصا تِکیہ کوڈٕ نیرِو تؤ۔ (یہ چھُ زِت چھ سانٮ۪ی نیران رزاق بٹن ہنٛز

## سین ۔ ۳

ڈیلیسٹرِکٹ بورڈُک دفتر۔ وقت لوگ دۄپہر۔ اتران ذیلدار۔ نمبردار تہ اسمال گنائی)

نمبردار۔ (فتح نونٕ سُند روپیہ ذیلدارس پیش کرِتھ، ذیلدارس کُن) جناب گرِٹس گژھِ اوڈٕ پیش کرُن۔ امہ کیا چھُو ہٹہٕ کٔتھ دٔہ یم روپیہ تہ بیہ کیا زہ دٕرن پٔتہ کینہہ حقدارس موت پیٹھ حق۔ بیہ دُیِٕ جناب ہند سفرخرچ تہ فی الحال نہ ہُنو پیرُن فرقہ کرُن تہ نہ تنکس لدن پتہ پتہ یکُن (ذیلدار کلہ الوند تھاوِت کہا لگھان تہ اسمال گنائی امیشرن تھاوِن تہ کراین نوشان) بیہ دِیتو جناب حکم یمہ پٔنہ تقسیم کرِ غلطی۔ بوٹئی خرچ کرمہ ادا۔

ذیلدار۔ (پریشان ہیو گژھتھ) کٕتو ہہ چھا خبر کینہہ نہ؟ اگر اکھ گرٕوس پننہ عمرہ ہُنز تُھینٛتھ ہٹہٕ دِیہ بیس گرِٹس ہٹہٕ مٹہٕ تہ تمیک کیا نتیجہ نیرِہ؟

نمبردار۔ (ہینٕس کٔن پختہ جواب دِوان) ابی جناب یہ امس وچھان چھُو زہ فتح بون آو نمایندن ہُندہ نتہ بے قل یا تھ اشتعالس لاینہ۔ تہ تھوُون پنُن گرٕ ہنگراوِت (دۄیہ گژھان ہنگہ کولہ ٹاسا)

ذیلدار۔ (احاضرِن ہیچھناوان ہیچھناوان) تو ہہ چھا بوزمُت کانہہ شخصا پنین خانہ مُجادی کران بی شُدہ بابت؟ بیہ ماتوہہ پتہ زہ یژھٕ ہُمارنی اگر عام گیہ تہ نہ روزہ حکومتس وقار نہ حکومتہ کیس کارکنن۔ (اتران چوکیدار)

نمبردار۔ جناب قطع کلام معاف۔ اسے معلوم چھُو زہ ازواتی آٹھ مرہ نمایندن حقوق زِتھاندِہان تھاندٕ لٕن آسمان آب کھالان۔ مگر تو تہ چھنہ مُکان وُنہ ہوار تبدیل کرہ ناوِت یا چوکیدارس جواب طلب کرہ ناوِت۔ بیسے کرہ تُنس وقارس بے وقری؟

چوکیدار۔ (پنہ نامُک تذکرہ بُوزِتھ) تو ہہ جناب آسہِ شاید یہ بوزمُت۔ دیان رزاق بٹس گومُت نوی چھرانہ۔ راتھ وُتہ از بنیاس مکانہ تہ مُفتوی۔ کھاندرُک خرچ برچ تہ روپیہ تہ شاید زمین تہ (دۄیہ گژھان ہنگہ کولہ ٹاسانہ چوکیدارس راوان حواس)۔ یمو کیا دیان کمیٹی ہُندہ ممبرن۔ آشنا وُتہ باقی گریٕ ہو ہس فیاضیہ! (بیہ گژھان بیاکھ ٹاسا)

ذیلدار :- پریشان سپدت اَمہ چھ خبر گر کیا زمین تہ ترند ہا ؟ بیہ یہ کیا لیچھ ... ڈیکہ ہارہ ہاریاز ؟ (اژان معتبر)

معتبر :- (اژہ وونی گریشان گژھت) جناب دپان یہوی گرمس پیس از نارس وقعہ ملاحظہ سپود۔ سوی کرہ اُتر یہ نش تیچہس کھاندر۔ تام لاجان سرکاروک امنہ ذھانٹہ خطرہ جنابن برہ ہنگنہ ڈاہا۔

ذیلدار :- (حیرانی سان) اَی کیا ووٌنس تُہ بار بار تُہ زنان یامت یم گرس کنہ کامہ بیٹھ کیہ چتہ ہول گنڈن۔ اَسہ بیہ پنن زنیہ بدلاوُن نتہ چھو امن عامس سخت خطرہ (نمبردارس تہ معتبرس اکنس گن گژھت) نتہ گژھ نمایندن پانہ وانی تیوت پھاسا؛ نقش بتھ زن حکومت آیندہ کینژن یژرین منز کامہ تُہ پالسی مرتب کرہ۔ خیر امیُوک انتظام کرو ٹھکس ذمہ تُہ ہترہ نہ یہ پوسنٹ فکرہ۔ پکرہ امیُوک تشریح بگہ ونتہ (معتبر وَنان امو اسمال گنہ یہ بیس ٹوک تہ ذیلدار کران امس شاباش)

اسمال گناٹی :- جناب گرس سکیمہ کیہ کاوہ یہ وولی۔ یمن کو سہ پایداری چھ ؟

ذیلدار :- (امس حوصلہ بڑاوت) بالکل دُرست! اگر گژھ آسن ژی ہی ونجِھن وال (یہ ونت امس اکنس گن گژت کھتام ونان)

نمبردار :- (معتبرس تہ چوکیدارس) حال تہ زیون اَسہ چوکیدارہ سیمہ ونہ نے اکھ نمائندہ اگر حکومت تہ آیتہ بیٹھ قدم تلہ تلہ بچہ آس گریشن زادہ پارہ کرنش۔ نمایندے بگرن عوامس پانہ وانی تہ اُس وچھو ذرہ ژدزت یہنز بھولہ بھٹول!

معتبر :- (اشارہ لبت) بیشک، ورنہ وونی ہنگن نہ صرف سانہ ونہ گرس پانہ وانی لڑات، وچھان چھو نا یہندہ اتفاق کتوت ومت راتس اندر اندر (ذیلدار سوزان اسمال گنہ پس ماڈیانہ آنہ یہ)

ذیلدار :- توٌہ نو تُہ دوبارہ زہ پوچھس ذیلس اندر وچھان زہ سول چھنہ دوہہ کھو تہ دوہہ کانہی روزان۔ حالانکہ سرکارہ الامداد چھ برت کینہ سیت عدل نوشیروان کران۔

معتبر :- (مثال پیش کرت) ہتھکنہ جناب اُتہ تقریباً زیچہ دہ مولیاوُ والنٹیرن ہندس مالس چکدارشیس زمینہ ڈھوڈ کنار محض تہ یندہ پور تشریف اَنہ سیٹت

ذیلدار :- (ہینہ تی پریشٲنی منز) خیر فی الحال واتہ تو یہ نمائندن ہیہ تہندین اَشناون اَکھت مٲکھت ترہ کو کرن تہ گریسن تا نونس اندر چلنک عادت پیدہ کرہ ناوُن ییت تامت حکومت ہیمن سٹرزاو نوک انتظام کرِ...... چونکہ ونی لوگ شام سپدنہ بیہ چھُم مےٚ پگاہ تحصیلس منز واتن لہٰذا ونیہ مقدم ہمہ یتہ پانے اکھ شیچھ (مقدمس نوٹ کنہہ پلہ ادت) ہمہ سیٹ ترہ تو یہ نگرہ کہ میون لیدرن گوتہ ضائع ...... حقدارن گژھ فوراً حق واتناوُن اکِہ اکِہ (زمانہ ونہ ووُن نزدیک نزدیک وتان تہ ذیلدارس انان اسمال گنٲئی مادیانہ برونہہ کُن)

نمبردار :- جناب (اوُنہ ہوان ونہ نوی زہ ہمسایہ محلہ منز گژھان نعرہ تکبیر چ کریکھا۔ تہ تمام حواس ہی راوان) جناب کمس تلہ ماویانہ اَس واتو پگاہ کٲل گنتھ سلام کرنہ۔ ییہ بوزو تیتی حکومتچ پالسی کیا روزِ نہ۔ (ییہ بوزنہ بغٲئی اسمال گماٲئی رکابس تعف کران تہ ذیلدار ژلان آداب وعرض کران)

معتبر :- (سونچا کرت) مقدما اَس رونہ تامت گرہ نہ تہ ڈلت کنہ جایہ (نیٚر کنو "رستم واڑ ڈولی پورہ زندہ باد۔ گامہ دُشمن مردہ باد۔ اسمال بے ایمان مردہ باد" کریکہ گژھان)

مقدم :- (اضطرابہ سان) اوہ۔ اوہ خبر شرارتہ منز ماکرن ییم اَسہ لتہ موکجہ (معتبرس تعف کرت نیرن ہوان) اَسہ واتہ سرکارکس حکمس کلہ دارُن اگر زندگی اَس چھوِمن کریکہ تاو کرن والین گُس کیپار کرہ نستہ زن (ییہ آسان وٲنی کہ گامہ شُر کنھی اژان جھرازہ رستمس برونہہ برونہہ مثالہ ثٕت۔ مقدمس پتے ساری تسیند یار بای جل جل ژلان تہ اژان جھرازہ ——— باشانِ لیڈر

پردہ

